# پرکاش رام

ڈاکٹر آفاق عزیز

باوتھ کلچرل سوسایٹی سرینگر کشمیر

کلامِ

# پرکاش رام کُریگامی

ترتیب، تصحیح، حاشیہ و ترجمہ

ڈاکٹر آفاق عزیز

باوتھ کلچرل سوسائٹی سرینگر کشمیر

۲۰۰۰ء

# ترتیب

(جملہٕ حقوق چھِ مرتبہٕ سٕندِ ناوِ محفوظ)

کتابہِ ہُنٛد ناو : کلامِ پرکاش رام بٹ کُرؠ گامی

مرتب : ڈاکٹر آفاق عزیز

وٕری : ۲۰۰۰ء

پبلشر : بادکتھ کلچرل سوسائٹی سرینگر

موٗل : ۱۵۵ روپیہٕ

کتابت : مہ جبین خان

طباعت :

مطبع :

تعداد : 1000

کتاب میلنک پتہٕ

- بادکتھ کلچرل سوسائٹی سرینگر
- سی۔سی۔اے۔ایس یونیورسٹی آف کشمیر۔ سرینگر
- کتاب گھر، لال چوک۔ سرینگر
- محمد رمضان، بڈشاہ نیوز ایجنسی، لال چوک سرینگر

## کلامِ گوشنہٕ جُو رازدان



•

تہٕ جنرل سیکرٹری ڈاکٹر محفوظ جان اٚسۍ ۔ نہ کہ غلام محمد آزادن لینگویج فورم یہ زن جناب رسول پوٚمپر پننہِ کتابہٕ "مے مشیہ نہٕ زانٛہہ" کِس صفحہ ۱۸۵ پیٹھ لیکھان چھُ ۔ اَمہ بیانہٕ تلہٕ چھُ باسان زِ وِتہٕ تہٕ چھُ زبانۍ بوزمترن کھتنے پیٹھ فرمان صادر سپدان یا پننہِ عقلی بیاضے چلاونہٕ یِوان ۔ تاہم سپنہٕ بھوک ہڑتالکہٕ ترمیمہ دوہہٕ لینگویجز فورم تہٕ بھوک ہڑتالن منٛز شامِل ۔

امہ علاوٕ چھُ ریڈیو تہٕ دوٗردرشن تہٕ کأشر زبانۍ ہندِس روٕ حجانس گوڈبران ۔ وٕنۍ چھُم یہ زِ کتابہٕ گھر پیٹھ کتابہٕ ٹکرنہٕ چھُ کأشر زبانۍ ہنز ترقی ہند باس بلاکُنہٕ خوش فہمی فکرِ تران ۔ کأشرِس ادبس تہٕ کأشرِ زبانۍ خاطرٕ کام کرن والین ادارن، نفرن تہٕ خأرخاہن ہندِس آلوس چھُ یوہے کِتاب گھر کتابہٕ کُنتھہٕ عملی طور موثر نہٕ تحریکی شکل دِلس منٛز اہم رول ادا کران ۔ یمیک کریڈٹ بہر حال ممتاز نقاد تہٕ محقق محمد یوسف ٹینگ صأبس گژھان چھُ یمہِ یہ کتاب گھر لال چوکس منٛز قایم کوٚر ۔

اتھ کِتاب گھرس پیٹھ وأتی میہ پور ہہ ورٕی یِوان گژھان ۔ میہ وُچھم اکثر لوکھ اور یِوان نہٕ اتہٕ تمہ کأشر کتابہٕ ٹلنوان یمن کُن وُچھتھ "ورمنی درمنی چلو" چیل یا بوٗٹ لگاد یا گاڑی کو اپور جانا ہے، بولن واجبنہِ میہ پانہٕ برنڈی کڈان چھنے وُچھم منٛز ۔ وٕنۍ چھُم یہ زُ پتِم ژور ورٕی وُوت میہ کتاب گھرس پیٹھ گژھتھٕ واریاہن لوکن ہنز زیوٗ بوزان زِ تمن گوٚ ترٛھ پرکاش بنٛن کلامہ میلن ۔ چنانچہ یہ کام اُس کلچرل اکیڈیمی ہنز مگر کأشر کتابہٕ چھاپنس کُن چھنہٕ کلچرل اکیڈیمی پچھے گنجہ منٛز ۔ اکیڈیمی ہنٛد پبلی کیشن بجٹ چھُ ریاستچن ترٛین زبانن منٛز مساوی طور تقسیم سپدان ۔ حالانکہ ریاستچ

# تُہۍ تہِ بوزِو

جوٗم تہٕ کٔشیرِ ہنٛزِ کلچرل اکیڈمی چھِنٕے اَکھ سٕہ اِدارٕ یِمہِ کہ برکتہٕ کنال روڈ جوٗمس تہٕ لال چوک سرینگر منٛز کتابہٕ کِنٛنہٕ خاطرٕ زٕ دُکان قایم سپدۍ۔ کٔشیرِ ہنٛدۍ کتاب گھر چھُ سرینگرٕ کِس دِلس منٛز واقع۔ اَمہِ کتابہٕ گرٕ ستۍ لیٚش فایدٕ کاشُر ادب تہٕ زبان عام کرنس منٛز ووت تتھ چھُنہٕ جوٚرے۔ کتابہٕ گھرٕ پیٹھٕ چھِیہٕ ژنجھ دوہہ ساسہٕ وادن خرید فروخت سپدان پوٚ کاشرِ زبانۍ ہنٛدِ عام مقبولی ہنٛز بہترین مثالِ چھِیہٕ۔ تاہم لیٚش چلے جاوٕ کاشرِ زبانۍ ہندس ادبس تہٕ زبانۍ متلق زانکٲری حاصل کرنس اَز کل لوٗگمُت چھُ سٕہ چھُنہٕ پانے بلکہِ چھِ تتھ داریاہ مُحرِکات۔ یہٕ دوہٕ وٲتھ سان زِ سارِوے کھوتہٕ زوردار رُجحان گوٚ ۷ جُلے ۱۹۸۷ منٛز یادٕ دِیلہِ "کشمیری اسٹوڈنٹس اینڈ تھنکرس یونین" نادس تحت لگ بگ ہتھ کورِ تہٕ لڑکہِ بادٕ جلوسکس صوٗرتس منٛز لاٹھی چارجُک سامنہٕ کران کوٹھی باغ تھانس منٛز بند کرنہٕ آیہِ۔ یِم کاشرِ زبان تمام تعلیمی ادارٕ منٛز پرنادنُک مطالبہٕ کران آسی۔ اَمہِ پتہٕ آو ۱۹۸۸ء منٛز کاشرِ زبانۍ پنُن اپنی حق دیاونہٕ خاطرٕ اردہن دوہن ہندہ بھوک ہڑتال پرتاپ پارکہِ منٛز کرنہٕ۔ اَمہِ بھوک ہڑتالُک سنز اوس صرف کشمیری اسٹوڈنٹس اینڈ تھنکرس یونینہٕ کوٗرمت یمیُک صدر راقم الحروف

# پرکاش رام۔ اکھ تعارف

پرکاش رام بٹ اوس بُنیادی کُرِ گامہ رودزان۔ یہ گام چھُ انت ناگ ضلعس منز واقع۔ قاضی گونڈ ستہ یہِ پیٹھہ لگ بگ شئہ کلومیٹر دُور جنوبس منز چھُ کُرِ گوم بالہٕ دامنس تل آباد۔ پرکاشنس مالِس اوس میہر زِ پنڈت ناو۔ پرکاش رامس اوس سہزرام ناو کھ اکھ نیچوٗ تہِ۔ سہزرامنہِ شُرِ یانے زنار دن رام، آفتاب رام، لال چند رام، داسہ رام، شریدر رام، سری کنٹھ رام تہٕ نارائن رام آسی بقولہِ آزاد ۱۹۴۵ء منز زندہٕ ییلہِ سہ پرکاش رامس متلق تحقیق کران کُرِ گوم دوت۔ زنار دن چھُ بقولہِ پروفیسر بلجی ناتھ پنڈت ۱۹۶۵ء منز تہِ زندے آسان۔ امہِ وقتہٕ آسس اُمر سنز وانس شیٹھ وُری۔

گریرسن، عبدالاحد آزاد تہٕ پروفیسر بلجی ناتھ پنڈت سندِس فراہم کرنہٕ آمتس مواد س تولہٕ مین کرنہٕ ستہٕ چھُ یہِ نتیجہِ اخذ سیدان زِ پرکاش رام گژھِ ۱۷۱۹ء منز زامُت آسُن تہٕ صرف ۵۸ وُری وانس پرادِتھ چھُ سہ ۱۷۷۷ء منز سورگوآسی گژھان۔ پرکاش اوس پوٗرمت لیوٗکھمُت اِنسان۔ وِتیچ مُروجہ تالمیہ ہنٛداوسُس جان مطالعہٕ خیال

وُسی تہٕ ٹٔڈ زبان آسہٕ کیٚنژ گوٚنژھ کأشرِ زبأنۍ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ بجب آسُن ۔ کأشر زبان چھیہٕ ریاستچین شیٚن زبانن منٛز واحد ییتھ بجہٕ حاپہٕ باضابطہٕ پأٹھۍ رلوٚنیوٚ یوان چھُ تہٕ اکیڈیمی منٛز چھیہٕ امہِ زبأنۍ ہندۍ ۸۵ ٹایٹلِ اوٹ آف پرنٹ ۔ ضروٗرتھ چھہٕ یمن کتھہِ ہنٛزٕ کأشرِ زبأنۍ گوٚنژھ بجٹ ہُراوُن ۔ میہٕ رٔژ اکیڈیمی ہنٛد غلام محمد ماگرے صأب پرکاشن کلام ترتیب دنہٕ خأطرٕ زور دِوان تہٕ آخر گوٚ میہٕ تہٕ کأشرِ زبأنۍ ہنٛز پاپر جأیی تہٕ پرکاشنٕ کلام عوامس تام واتہٕ ناوِنکُ شوق پادٕ تہٕ لوکن ہنٛز دپریہٕ منگ تہٕ سپنٛز پوٗرٕ ۔ وٕن گوٚ غلام محمد ماگرے چھُ یہ کار اند واتنک بنیأدی محرک یمہ میہٕ برابر وٕن رٹن اپأری یکنس کامن کرُ صرف ادٕ کیٚنژ کلام پرکاشن گوٚنژھ مانٕز تن ۔ وٕ مید چھم پرن والین کھسیہ یہ حقیر کوٚشش ٹار ۔

میٚہ چھُس بشیر اختر صأبن تہٕ وِزھہ والنچ شکریہ کران یمو یہ کتاب حرفہٕ حرفہٕ پٔر ۔ امہِ علاوٕ چھُس بہٕ بادِ تھ کلچرل سوسایٹی ہٕندِس چیف ایڈوایزر منصور احمد ڈار صأبن تہٕ مشکوٗر یمہ سٕے ادبی کامین متعلق پٔژھان لگاران روزان چھِ ۔ آخرس پیٹھ کرٕ بہٕ عبدالغنی کمار ساکنہ خندہ دانپورہ سُند شکریہ یمو میہٕ کینہٕ بأتھ فراہم کرِ ۔

ڈاکٹر آفاق عزیز
کشمیر یونیورسٹی
یکم جون، ۲۰۰۰ء

لوکوش ژٕرتس منز مکمل کران چھُ ۔ امہ پتہٕ چھُ پرکاش کرشنہٕ اوتارٕ اکہ نندن تہٕ شونگن تہٕ نظم فارمہِ منز تحریر کران ۔ پرکاش چھُ تیتھ شاعر یمیٚہ سٕنز شاعری منز شوژی تہٕ سادٕ لفظٕ اِستمال چھٕ سپدی متۍ ۔ یمو چھیٚہ آزاد تہٕ عام زبان اِستمال کٕرمژٕ ۔ پرکاش چھُ پانہٕ مرازی یمیٚہ کنہِ اٚہنز شاعری اندر مرازی لہجُک تہٕ لفظن ہُنٛد ٹرینگُک زبردس اثر چھُ ۔ لہذا پزٕ پرن والین پرکاشُن کلامہٕ مرازی لہجہ تہٕ لفظ وٕرتاونٕچ نظرِ تل تھاوِتھ پٕرُن تہٕ سمجھن ۔ حالانکہ واریاہن جاین آیہ یہ زبان لہجہٕ رٕنگی شیرنہٕ تہٕ ٹکسالی لہجُک آوا استمال کرنہٕ ۔ پرکاش چھُ تھدِ پایک شاعر ۔ تسندۍ تجربہٕ چھُ تہنٛزِ شاعری منز نٕنۍ ۔ مقامی رنگ چھُ اٚہنٛز شاعری ہُنٛد بیاکھ پہلو ۔ مقامی ناون ہُنٛدٕ اِستمال کران کران چھُ سُہ یمن ناون کُنہِ روحٲنی پٕرادٕ رنگ تہٕ کُنہ رٕوحٲنی عنصرٕ رٕنگی اِستمال کران ۔ یمو چھہِ وژن، لیلا تہٕ نظمہٕ بیترِ تہٕ وٕنۍ متۍ ۔ یہنٛد مشہور وژن چھُ ۔

آو بہار لوٚلہ بُلبُلو سون دٕ لو برٕلو شادی

چھُ کرنہٕ یوان زِ پرکاش رام چھُ پھٹوٗآرِ ی نہٕ روٗدمت۔ اُمس آس لوکچار پیٹھے اِنسانٕی یِتھ بوٕے یوان۔ اِنسان تہٕ انسانٕی تیکر وِہر آسر اُمہ سِنذِ ذہنی وُسچارکِ ماحصل۔ پرکاش اوس اکثر یینہٕ نین خیالاتن منز گم سُم آسان۔ یِمنے حالتن منز اوس سُہ اکہِ دوہہ کرِ ی گامٕس ہیٛرِمس کوٗنس پیٹھ ژھیدنس بیہِتھ۔ امہِ وِزِ آسہٕ روٗدِ شرانہٕ وسان۔ اتھ دوران رُکیوٗد اُمس نزدیکے اکھ زانیانہٕ۔ زانیانس منز آس ساکھیات بھگوتی۔ بھگوتی وُچھتھ آو پرکاش رامس آنند تہٕ سپد اُتھ ستیٛ محو۔ بھگوتی دوٗپنس پگاہ یِیِ زِ میٛیہِ نِش ناگہٕ رڈِ[1] پیٹھ۔ یہٕ وُنتھ گیہِ دیوی غائب تہٕ پرکاش رام ووت مُتی ہِندِس عالمس منز گرِ۔ امہِ راتھ چھُ پرکاش دیوی ہنزِ یہٕ لیلا لیکھان۔ " بزآری گوش تھوتم ہی بوانٕی۔"

پگاہ گوٗسلی پرکاش ناگہٕ رڈ ناگس پیٹھ۔ اَتہٕ وُچھن زبردس دوہ تسوٕ ردعوت —— پُژھ لآز۔ ابرکاش روٗد اتہِ اُکسے زنگہٕ پیٹھ کام کران۔ اَخر دیُت ہس اکھ مانچھ ٹوٗر تہٕ بآگردون گرِ۔ اِمہ پتہٕ لوٗگ سُہ باضابطہ پاٹھۍ شاعٕری کرنہٕ۔

## پرکاش بحیثیت شاعٕر

پرکاش اوس دنہٕ اَٹھووہ دُہرٕ[28] ے ینِلہِ سُہ ناگ دیوی ہِندِ آشیرواد کِنِ راماینچ ڈیپل یِمن دون کتابن یانے ا۔ رامہٕ اوتا ژریت تہٕ ۲۔

---

[1] ناگہٕ رڈ چھُ کرِ یُ گامٕس منز اکہِ ناگُک ناو ینیتہِ اکھ دیوی چھےٚ۔

چھاو اچھِ پوش لَچھِ ناوِ گُلوّ　　پژ خبر دِتھ وُچھ میٲنی دٲدی
کیاہ چھُ فاضل پوز ڈامبلوّ　　سون وٕلو برِیو شٲدی
ہا پرکاش گاش ہو پھولوّ　　وُچھو ہرِین پھیر مُنٲدی
چھَم نہٕ یوان راتس زٕلوّ
سون وٕلو برِیو شٲدی[1]



[1] یہ لیلا چھیہ کٲشرِس قومس منز سیٹھاہ مشہور۔ یہ چھے ریڈیو کشیر سرینگر پیٹھہ گیونہ یوان۔ کٲشرِ بٹہٕ آسہٕ یہ مندرن منز اکثر پران۔

٥

## آو بہار بوٗلہ بلبلو
## سون وولو برلیو شادی

دراو کٹھ کوٗش گرزان پان چھلتھو     زر زلہِ نے وندہی دادی
وزرو[1] نیندرے ووزِ چھےٚ نہ ٹلو     سون وولو برلیو شادی
کاو قمرٛی وُچھ پوشہِ لوٗلو     آے نالان زن فرٛی یادی
یاو ووندکہ[2] غم غوصہ گلو     سون وولو برلیو شادی
ناو ہنیہ تن نیٚر سوٚ تبلو     ہیتھ زمینس خطہِ آزادی
پیالہ ہیتھ چھےٚ ہمبر زلو     سون وولو برلیو شادی
ہاو درشن اسہِ نیٚر ملو     چھِم میہٕ گامتہِ لولہٕ لادی
شیشہِ کران چھِی قلہِ قلو     سون وولو برلیو شادی
زاو سونتھ تے نب گو کھلو     بُتراتھ[3] پیٹھہِ ژول فسادی
ٹیکہ بٹنے تہٕ ہیٚر[4] کیٚمہ بچھو لو     سون وولو برلیو شادی
ناو من تن نتراو زلہِ زلو     دراو شہل پوزِ کمہٕ ناگہٕ رادی
کھوٗ پربتے وسوٗ تلہِ ملو[5]     سون وولو برلیو شادی

---

۱ وزرو چھُ ہُشیار گژھنس ونان۔ ۲ ووزرکہ غم گیہ دلکہ غم۔ ۳ وندس کُن چھُ اشارہ۔ وندس چھُ فساد ناوکرنہٕ آمت۔ ۴ ہاری پربتس کن اشارہ ییتہٕ شارکا دیوی ہندٕ مندر چھُ۔ ۵ تلملہ چھُ کھیر بھوانی ناگہٕ لگان ییٚس ۹ جوٗن منادنہ یوان چھُ۔

میٚہ دیوم رامہٕ راجے — خوش اوے نہٕ وٕدہٕ ماجے
آدِ نکہٕ سیرٕ باجے — کرٕیوَ گوٚرٕ گوٚرو
میٚہ کموٚ شاپھ آسی — تمہِ تہِ لو کاَنسہِ کاسی
ژٕ گوٚھم دٕنہٕ واسی — کرٕیوَ گوٚرٕ گوٚرو
ژیٚہ پیرِ تھمَ بُرزٕ جامے — یَہ ژھارتھ گامہٕ گامے
پَرٕیوٚ رامہٕ رامے — کرٕیوَ گوٚرٕ گوٚرو
لولہِ منٛز للہٕ ناوتھ — جِگرس منٛز یہٕ ساوتھ
دِنہٕ تہِ لو کاَنسہِ ہاوتھ — کرٕیوَ گوٚرٕ گوٚرو
نیرِ یو شامہٕ لٹے — بار میانی چھی ژیٚہ مٹے
گاشرٕ لالہٕ ترٕٹے — کرٕیوَ گوٚرٕ گوٚرو
دوارشبر نوپہٕ ژٕالے — کسوٚ کرٕتھس حوالے
لاَچھِنس مایہٕ زالے — کرٕیوَ گوٚرٕ گوٚرو
اُچھن ہُند گاش کوٚت گوم. — سیرٕ دیہ پرکاش کوٚت گوم
کینہٕ تہِ چھم نہٕ آش کوٚت گوم
کرٕیوَ گوٚرٕ گوٚرو (۱)

O

---

(۱) یہ کلامہٕ چھُہ لکہٕ لیہٕ پیٹھ۔ موسیقی چھیہٕ اتھ منٛزٕ طیس پیٹھ جدا باتو ستۍ چھیہٕ یہ کلامہٕ پرُ۔



کوشِلیایہ ہندِ گوٚبرو     کَرِیوٗ گوٗرٕ گورِ و
پَرِیوٗ رامہٕ رامےٚ     کَرِیوٗ گوٗرٕ گورِ و
کوٚتوٗ گوہم ژٕ تراوِتھ     کَسوٗ ہیکہٕ حال باوِتھ
اَنی کسٗ مَنہٕ ناوِتھ     کَرِیوٗ گوٗرٕ گورِ و
لگیوٗ پوٚت ژھایے     ہی کرٗتھس بہٕ ہایے
نارس ودِتھ بہٕ لایے     کَرِیوٗ گوٗرٕ گورِ و
کَنَن چھےٚ کنہٕ واجے     شری کرشنہٕ مہاراجے
زنگن چھکھ ژٕ راجے     کَرِیوٗ گوٗرٕ گورِ و
کھیٖرٕ ہیے اُندی اُندی     لاگے پوشہٕ گوٚندی
جامہٕ چاژ سونہٕ پشندی     کَرِیوٗ گوٗرٕ گورِ و
لول چون ودنی میہٕ آمو     ژھایہٕ تھوشہرٕ گامو
بنیہ گوٚژھہ ہم ژٕ رامو     کَرِیوٗ گوٗرٕ گورِ و
نیٖرٕ ہا بازآری     ہیڈٕ[۱] نم لوٗکھ ساری
پادن لگے بہٕ پاری     کَرِیوٗ گوٗرٕ گورِ و
نیٖرِیوٗ دارٕ پٹھتی     لاگیوٗ کارٕ پٹھتی
تارٕ دِل گوم یٹیتی     کَرِیوٗ گوٗرٕ گورِ و

---

لہ ... ہیڈن گوگلن ۔ پامہ دنہ ۔

وۄنھِم[1] تاج لاگُم شیٖرِ    وۄنڈُک نیٖرِ تمنّا
کھوٗتُم پاپ ہیوٗتُم طعنے    لاگے داہہ دانے ہی
درشنہٕ چھانہٕ ژٕھیم گٹہٕ    گنڈیو ٹرڈِتہ مالہٕ بو
ییٚژھِ یش نہٕ سٕے حارانے    لاگے داہہ دالے ہی
پرکاشہٕ چھانہٕ ژٕولُم داغ    شہلہٕ ناگہٕ رادووے
گیٚم از میٚہ ٹرتی بانے
لاگے داہہ دانے ہی[1]



---

[1] یہ لفظ چھُہ حکمہٕ کِس صورتس منز استعمال کرنہٕ آمُت یانے تھوٗد وۄتھُن کینہہ کام کرنہٕ خاطرٕ ۔

## ٥

رامہ ژندرہ ہر نارانے
لاگے داہنہ دانے ہی

منس ماکینہ ژبہ روٹھتم غوصے    لگیو توسہ پوٗنپرے
لکشمی ستی چھے نارانے    لاگے داہنہ دانے ہی
کھوتہم پلوٗری سِریہ رکوٗپے    ژوٗلم موٗرٹھے الہ رُن
ژہی چھکھ میانہ زوٗک جانے    لاگے داہنہ دانے ہی
ژہی چھکھ اپنہ ژہی چھکھ دپنہ    ژہی چھکھ منہ منزُک سر
ژپنہ کیاہ ونے تہ بہ کیاہ زانے    لاگے داہنہ دانے ہی
موغتہ ہار ژیتے چھُے ہنٹہ    چھسے مٹہ پا لانی
دِچھنے چانہ وہ گیشوم ثانے    لاگے داہنہ دانے ہی
ژہی چھکھ ماجہ زامُت راجہ    ژہی چھکھ واجہ نگینے
ژہی چھکھ پانہ دَیا وانے    لاگے داہنہ دانے ہی
ژہی چھکھ ہیٖرِ ژہی چھکھ بونے    دیپوم منہ وچھتھ بو
ونشنہ روپیہ ثری بھگوانے    لاگے داہنہ دانے ہی
ژہی چھکھ ہیہ اندرُک دانہ    ژہی چھکھ جانہ میرا جان
میہ ژوٗل وہ ناہ نیتہ ارمانے    لاگے داہنہ دانے ہی

اَشہِ کَنہِ جوٗ پہِ جوٗپہِ رَتھ چھس بہٕ ہارن

سیتا رامہٕ ژنڈر پراران چھے

لشہِ نار گوٗنڈ تھم پیوٗ اشہِ باران

پشہٕ کوٗنہٕ ہن ہن نار نار گےٚ

چانہٕ کرتانہٕ تَر ژنہٕ رن تہٕ تارن

سیتا رامہٕ ژنڈر پراران چھے

ژہی چھکھ آرٕ رٗوس وٗانجہِ ساران

ژینی چھے پژان میأنی گاہِ پژے

ژہی زنڈ کران ژہی چھکھ ماران

سیتا رامہٕ ژنڈر پراران چھے

دتہٕ چانہٕ وچھان پتہٕ پتہٕ لاران

لنک تہٕ مرنگ ترأوتھ بے

دزنا لولہٕ نارٕ رزیان کھاران

سیتا رامہٕ ژنڈر پراران چھے

تن نارہٕ دزان منہٕ کنہٕ چھہ ژھاران

ونہٕ کس سنہٕ گوم پژ ژھان چون پے

گوم ترٲوِتھ دل چھُم میٚہ دزان
چھُم نہٕ وزان ستیاہ ینیے

یاہ میانیو ژٕ لوزُو وارٕے
چھِی میٚہ گٔژھان وٲنجہِ پارٕے
ییٚلہِ صبحُن سو ڈرا یہٕ دزان
چھُم نہٕ وزان ستیاہ ینیے

یاہ بلہٕ ییٚہڑٕ تن آیہِ ناٲوِتھ
نگہ نِشہ ہا ژٕھنِہ تھٕن ژیہٕ ترٲوِتھ
آگر رۆس کوٗل کرٕچھ گرازِن
چھُم نہٕ وزان سنیاہ نیے

لَنجہِ کرین سۆنبلہٕ باغس
کھنجہ لاجِن گلالہٕ داغس
کِھنجہ گٔژھنہِ تس کیٚتھ پزلن
چھُم نہٕ وزن ستیاہ ینیے

شہر نِشہِ بیٚلہِ گیہِ آوارے
اُس ہاران اۆش واہ وارٕے
لُشی گُنڈِنم تس شیٚچھ لرزان
چھُم نہٕ وزان ستیاہ ینیے

ڈیہِ سنزٕے کتھ وارِتہٕ ماشنہٕ
گرٕژھ قیمت ہون ہون ہاوِنی
ڈوُری خاصَن تہٕ کیمخوابہٕ گزان
چھُم نہٕ وزن ستیاہ ینیے

سریہ پرکاشہِ کرتم دوٗں پاییے
لاے ووٚتھہ تمہِ تشرِنلہٕ کرایئے
پشیہٕ پنہٕ ژٕڈ ژٕڈ چھہٕ نیران
چھم نہٕ وزن ستیار ینیے



مأرتھس مدنو وُنہِ چھےٚ آدن
پادَن وندٕیو زٕوُ تےٚ جان
کُن ستھاومنہ کنزِ یمنِ سمِوادن
بُلبُل تہٕ بیٚیہِ گُل نالان چھیِ
یِی ییٚلہِ وٕچھن دٕون دِوستادن
پادَن وندٕیو زٕوُ تےٚ جان
دوتھ پٔرژھ پٔنٕنن دٕون راجہ زادن
یم ژرابہ چانہِ کھوتہٕ ٹُھڈی پہلوان
کٔیا سنا ونن لوکھ یمنِ اولادن
پادَن وندٕیو زٕوُ تےٚ جان
پٔرژھوم سارِنے سیدٕرٕن تہٕ سادن
کٔیا سنا ژلیٚم ناوُ وندک ارمان
کیٚنہہ تہٕ نو چارٕ لگہِ لانٔنن وادن
پادَن وندٕیو زٕوُ تےٚ جان
یمبرزل وندٕیو دٕون پوشہِ پادن
اَتھ روٹ کرتم چھُم مےٚ ارمان
کتھ کر ہدٕنو وُنہِ چھےٚ آدن
پادن وندٕیو زٕوُ تےٚ جان

ژٕ یہٕ گیہٕ جگرس وٕنہٕ چھیٚس پہ تھاران

سیتا رامہٕ ژنٛدرٕ پراران چھےٚ

پرکاشہٕ ننہٕ شراکہٕ بُتھہٕ چھس پہ داران

کرژیُوتھ گرژھ تُلُن بار مُتیوُتھ آسہ نے

زیُوٹھ نان سمسار مہٕ سور ناران

سیتا رامہٕ ژنٛدرٕ پراران چھےٚ [۱]



---

[۱] یہ کلامہٕ چھُ وننہ دن طریقس پیٹھ گیونہٕ آمت۔ یہ پیٹھ خاندرن پیٹھ لوزمُت۔ خاصکر حبہ کدل، کنٛزلور لوکام تہٕ نالگمہ بٹن ادس امیہ باتکہ سخ رلواج۔

ماہ کٔرتس اَمہ ماہ مُتی
پاہ ڈُتی کرَ میون چارَے

ماجہ زالیس تہ ورٕژ ییٚلہ ہُورُم    کرانہ ڈرالیس تمتا سورُم
لانہٕ آیس اُمس سِتی    پاہ ڈُتی کرَ میون چارے
زٕہُونے پھٕرٕ میٚہ جوتش نٕہ پٕنڈت    ژھٕہ ناوہس کولہِ کیٚنہ گنڈ تھ
چھس بو دُچھان زٕلِم میٚہ پُتی    پاہ ڈُتی کرَ میون چارے
کولہِ ژھٕنس پہ ییٚلہ ماجے    وَتہ بھوٗرُم زنکھ راجے
نتہ گٔرژھ ہا مارے تُتی    پاہ ڈُتی کرَ میون چارے
مُتِل کٔرتھ دِیُت وشا میترن    کونہ چھم دوٗنی کرمہ لون پیترن
غاب سپُن یمیہ ہا اُتی    پاہ ڈُتی کرَ میون چارے
شُے یُس سِندِ ابور ترے    یُس دِین برِ پینہ نے گرے
نتہ میانی پاٹھ یُس مرِ ییٚتی    پاہ ڈُتی کرَ میون چارے
ورٕدلو ویٚشہ بُرٕزٕ گونڈُم    کُنٹھ کھسَتہ کوہ بال ژھونڈُم
دِن گیٔس کن گیمُ روٗتی    پاہ ڈُتی کرَ میون چارے
لَشہِ گنجنم ناہ رنہ ژھٹے    پشہ کوتاہ کٔرنم گٹے
ہتشہ کٔرتس بھوکہ دیتھ پُتی    پاہ ڈُتی کرَ میون چارے
ہوش ڈٔلِم ڈلُونھٕم میٚہ وتا    لوش اوشم گومُت ہتا
اوش اوشم میٚے سِتی سأنی    پاہ ڈُتی کرَ میون چارے

سرو قد لکیو شاخ شمشادن
رۄپہ تنہٕ سنی ما نھوّد تل پاد
وتھرے سبزی پپھٹھ ناگہٕ رادن
پادن ونڈیو زو تے جان
کن تھاو تنہٕ منہٕ یمن فرٛد یادن
منشہ باوٕ پرٛبتھ کاکنہٕ پپھٹھ چھ گدٕران
نالہٕ وّول جانہٕ ور سیتمبہٕ صیادن
پادن ونڈیو زو تے جان
پرکاشہٕ چارٕ نو لا تنبن فسادن
ییمہ زول اگنیان تمہٕ گول پان
کاشہٕ تہٕ نوٗ نیتھ ہیکہ یمن سموادن
پادن ونڈیو زو تے جان[1]



[1] یہ کلامہ چھ چیست تہٕ ا تھ منز چھنہٕ موسیقی تہٕ لے تہٕ

کورِ گرِتھ آسنہٕ ڈیکہٕ سبزٕتھ — نتہٕ زبھ گرِتھ ہیٚنز سو پنزوتھ
وۄنۍ یہٕ تھاوتھ پیٚنہٕ نے ڈتی — پارٕ ڈتی کر میون چارے
دلیوتا ذرا یہٕ ساکھی دِنے — ناکی بوزِتھ لوگ پرِونے
درِی کیاہ ہاوتم دارِ چھتی — پارٕ ڈتی کر میون چارے
کیاہ ونتھ ہیکہٕ تس سورگہٕ واسِس — پٔرِتھ اُنِ عامس تہٕ خاصس
دلیوتا ہیٚتھ سیتا چھہٕ ستی — پارٕ ڈتی کر میون چارے
تو تہٕ پنُن پرُن پولنُ — شپیت گرٕوہ اد اوگنُ زولن
یتھ پرٕے کس چھہٕ بنے متی — پارٕ ڈتی کر میون چارے
بر کرِنس پہٕ شامہٕ سونڈرر — ہر کرِنس نارس اندرہٕ
درٕ لاگنس چھوے متی — پارٕ ڈتی کر میون چارے
ناگی ونیوس چھُے ونہٕ آدن — کاگی راوے ستھونس تہٕ زانہٕ کن
ژاگی تمہٕ نارٕ تینگل میہٕ تتی — پارٕ ڈتی کر میون چارے
دِژِ میہٕ اُچھن نولاد پیچے — کھوٹ یہ دراِیس نہٕ تمہٕ کھوچے
گوٹ سمے گوم آیس نہٕ ٹیچی — پارٕ ڈتی کر میون چارے
گرِ پنہٕ نے دوہ پولنشہٕ ترِم — صاف ونتم کم پاپھ کرِم
کونہٕ ونس کیاہ گوم میہٕ تنی — پارٕ ڈتی کر میون چارے
گرِہ ژھینہٕ نس نبر کڈِتھ — تراکھ دِژہٕ نم وآنجہ ترِتھ
آکھ[1] ادسم وونۍ مرٕ میتی — پارٕ ڈتی کر میون چارے
مانہٕ کیاہ یانہٕ کس بوزایس — زانہٕ کُس لانہٕ کس یو آیس
ون گیس دوۍ زندن ہے تتی — پارٕ ڈتی کر میون چارے

---

[1] آکھ یانے زخم۔

یادنس آم میہٕ گوم ترٛاڈِتھ
راونس میانٛز پرٛ پاپچھ کُھتی
تِمی نی نس نوٚت تمہِ چٕلنے
کیاہ ونتھ ہیکہٕ تس چھم شہ سُتی
تیتٕوت وۄدم سہلاب ہنیوٚد
وونی روزکھ کیتہِ منٛز ڈتی
پوٚز چھ تی بیلہِ پیغام لوٚزُن
دیاد گُژ دپھ زَچُھ ساڑ سُتی
پاپہ نوٚت آو مورن شہ راون
گوس کیاہ آم ترٛاوتھ میہ تتی
اڈِ نی نس ازان ماجے
مُشکہ کرنم شربن سِتی
شربن سِتی کرِتم شرِی باشنے
دلوتاہ سِتی گیہ آہ کِتی
اُنتھ زونم نہ ییتھ بو سرس
ہتِ لوٚدنم ژنٛے پاپچھ کُھتی
بُژ ونٛلے گوٚر کاتسہ مہ زلوٚن
کوٚز زالیس سوٚر گوم نیٛتی

کیاہ ونتھ ہیکہٕ ناد منٛد چھاڈتھ
پاپہ ڈتی کرَ میٖون چارے
ماجہِ پننہِ نے کرٛس حوالے
پاپہ ڈتی کرَ میٖون چارے
اشہ سِتی سمساز ہنیوٚد
پاپہ ڈتی کرَ میٖون چارے
اڈِ ہلمتُ لوڈر سوزُن
پاپہ ڈتی کرَ میٖون چارے
اوس لوکن دیماغ ہاوُن
پاپہ ڈتی کرَ میٖون چارے
دیلہِ ڈُنٛز ونی تمہِ اشکہِ گاجے
پاپہ ڈتی کرَ میٖون چارے
زاجنس لاجتس دالہِ واشے
پاپہ ڈتی کرَ میٖون چارے
کیتہٕ ژوٚلم ونی کیاہ کرس
پاپہ ڈتی کرَ میٖون چارے
زلوِ بیلہِ نیلہِ شہ المساس کھیٚنی
پاپہ ڈتی کرَ میٖون چارے

۱ وقتک موہلی جھیہ۔

## ٥

لولہ ستن اوش آس تراون[1]

چھس نہٕ موٗلے برہٕژ راون

رامہٕ ژنٛدرن دوٚیتس کٕھتم پایھ
تمہٕ دوٚیتس روٗدٕے نہٕ انصاف
کس ژٕ چھکھ دوٕنیٚمہ ٹھانہٕ ہاوٕن
چھس نہٕ موٗلے برہٕژ راون

تمہ دوٚلیس تورٕ ژٕے کھما کر
تمہٕ دوٚیتس ہژرے نہٕ زانہہ بر
کس ژٕ چھکھ یمٕ نیہہ دراہاون[2]
چھس نہ موٗلے برہٕژ راون

پایھ ورزت لوٚہتے میون مالیوٗن
تاپہ لیشہ ییمر روٚچھہ میون تالیوٗن
کس نہٕ وآرِو دتھ راوِ راون
چھس نہ موٗلے برہٕژ راون

تمہ دوٚلیس تورٕ کرخانہٕ داری
تمہٕ دوٚیتس ترآوِم میہٕ سآری
ییتہٕ بہتے کآنسہٕ بتھ چھس نہٕ ہاون
چھس نہ موٗلے برہٕژ راون

تمہ دوٚلیس دوتھ گرِیٕن گرٕمی جان
تمہٕ دوٚیتس وُنہ چھس لولہٕ زان
ہیتھ سہ لکھمن ہتھ باژہٕ ہیٚنم ون
چھس نہ موٗلے برہٕژ راون

بیہہ ژٕ پانس رٕیہہ چھم جگرِ تس
غار چھس کُنہٕ کیوٗل تہٕ بیکس
چھس نہٕ معصوم چھکھ تنہہ لاون
چھس نہٕ موٗلے برہٕژ راون

---

[1] تراون چھہ مراز لہجہ۔ اصلی چھہ یہ لفظ تراوان۔

[2] نیہہ دراہ چھہ تمہٕ سابتہٕ استعمال سیدان یلہٕ آسمانس پیٹھ اوٚبراوِ ہیوٗد ژٕلہٕ تہٕ موسمولی ناپید کڈِ لوٗن بانے لوہ سر ہاوٗن۔

زاٗم کرٕم پچھ کنتھ ہناہ — گوم وونڈس اپُز بنا
کاٗم گیُم کمن سیتی — پاہر ڈُتی کرٕ میٛون چارے
تیر دِتنم ژاٗنجہ بٔرِتھ — گوم اپارِ یپٲر ترٕتھ
اتھ سیتِن تہٕ کھتو سیتی — پاہر ڈُتی کرٕ میٛون چارے
ناہرٕ تیمبر چھِنمبس میٛہ بیٛنیم — وُچھ تہٕ وِنہٕ کوٗت جلاو ہیٛنیم
ریہہ ٹچھٹھتھ نیرِ پیٹھ پرٕبتی — پاہر ڈُتی کرٕ میٛون چارے
یوٗت ٹبنتھ تو تہٕ پتھ چھٹہٕ ہبوان — موکھ ڈُٹھتھ پھوکھ تو تہٕ دِدان
چھوکھ لوٗگم سوٗتہٕ[1] مرِ ییتی — پاہر. ڈُتی کرٕ میٛون چارے
مُفت مانگیہ موٗل چھا منگن — دروٗت موٗلن پٕترن لنگن
واتہٕ ہے کوٗت یمیہٕ حاٗیتی — پاہر ڈُتی کر میٛون چارے
نال وُولنم تہٕ لوٗکٹ گجُس — بال ژٕجس تہٕ زالس لجُس
حال کیاہ گوم لال گاٗم چھتی — پاہر ڈُتی کرٕ میٛون چارے
جورِ جدائے لیُس یژھِ کرہی — دے تمُس وَتھ راوٕ رہی
وسہٕ نُس کونہٕ بمیہٕ گمُہٕ نتی — پاہر ڈُتی کرٕ میٛون چارے
آیہٕ تس کونہٕ بلاے اُچھن — لایہٕ تس کونہٕ کرٕنیٛ[2] اُچھن
درایہٕ تس کونہٕ زٔلو کارِ ہتی — پاہر وُتی کرٕ میٛون چارے
سِریہٕ واٗتھ چھُے ہنہٕ ہنے — وُچھہٕ پرکاٗش تس چھُے وَنے
بوزِ وِنہٕ کیشاہ دِنہٕ سرسوٗتی — پاہر ڈُتی کرٕ میٛون چارے

---

ب [1] واہر واہر، لوٗت لوٗت نیٛرہم دہ ژِ زوٗ ۔
[2] کرِ یانے انہٕرِ شہٕ اُچھہ۔ کھیہٕ وِنہٕ اُچھہ۔ بڈٕونہٕ اُچھہ۔

زیٹھ سۄرینھ مونجہِ ہۄرِ چھیوٗم[1]     پلو ہیہ ہن زن ساما نہ ترووُم

وِیرِ ہنٛدی پاٹھٕ دۄر تھِ گیم تن[2]     چھس نہ مۄلے برہتٕ راون

ییمہٕ رینٛتٕ یینہ ژِ چھلس بہ دارے     آسس ییتہٕ گامتٕ بہ بارے[3]

وَندہ ہس من لو دوان یادن     چھس نہ مۄلے برہتٕ رادن

راتی راتس کرٕ کھ ہُشیآری     کونہ لگہ ہکھ یادن پہ پارِی

آسی دونہہ کی غم غوصہ نرادن     چھس نہ مۄلے برہتٕ راون

رات سۄرینھ صُبحس سپُل گاش     ترود ہرین ییلہ پتہ پرگاش

ریٚشر دۄلیش دوذ بہ سنمہ لادن

چھس نہ مۄلے برہتٕ راون

۵

---

[1] کاشرِ کلینڈرکر ریتھ ۔ زیٹھ چھُ سونتھ کالس کُن اشارہ یانے جوانی کُن ۔ مونجہ ہۄر چھُم ہردس یانے ۔ بُجرس کُن اشارہ ۔

[2] وِیر چھُ زیٹھر اُوتھ پیش کرنہ آمت ۔ شاید وزنہ مو کھہ ۔ اصلی لفظ چھُ وِیرِ ۔ وِیرِ مادِ یا وِیرِ کُل ۔

[3] بارتے (قلمی نسخہ) ۔

وۄنِہ زن گوٗتس سنگہِ خارا
مَن چھُہ ژٲنٛژِل تَن دِمہٕ گراون
تَمہِ دۄپنس سوٗرِم جوٲنی
چھیم نہٕ طاقت تن ناہ زالن
ہوش نیوٗتھم ژہٕ پوشنوٗلہ
کوٚنگ نہٕ زانجھس زن آمہٕ تاوَن
چانہِ لولکُٕ سوٗرِم تمَنّا
آزناوِتھ بییہ آزِ ماوَن
لیُس ہبس باچہ کرتیوٗتھ دۄ دٕس
پامہٕ کیاہ چھُکھ دیہہ دامہ چاوَن
کاژِ زوٗلے لوکتھم کَروٗنی آہ
کھنیٖنہٕ دِژِ ہتھس گانٹن نہٕ کاوَن
نادِ دیُت مے دِتھ تھم نہٕ آلَو
یاد مینیٖ چھُکھ یاد یاوَن
ہیٛتھ بہ یییلہِ یِ آسس آمژ
کھیٛتھ ژھٕنزنس آدہ کھاوَن
لوٗبی تمنا ساری مبہ دراییم
دۄنہٕ دۄدِ مت کیاہ شہلاون
لولہٕ ستی کرِیش دستہٕ پوشن
نستہٕ رِکھ چھُکھ اَستے دِیاوَن

رامہٕ ژٕنڈرن دۄنس وارٕ وارٕ
چھس نہ موٗلے برہژ راون
تلمتھ کرہیکہٕ دۄنی بارہ چانی
چھس نہ موٗلے برہژ راون
ہُنکہٕ ببرگُڈ ہتھس موٗلہ
چھس نہٕ موٗلے برہژ راون
چھس نہٕ پژھ تژھ آسن سیتا
چھس نہٕ موٗلے برہژ راون
تس پے یابییہ کانسہِ ہندپاس
چھس نہٕ موٗلے برہژ راون
پوٗر کتھ رگہِ دین ژوٗنی
چھس نہٕ موٗلے برہژ راون
داد لوٗزِم سنہو نہٕ شالو
چھس نہٕ موٗلے برہژ راون
تھکتھ گاسہٕ زن آسس زامژ
چھس نہٕ موٗلے برہژ راون
بارہٕ گنڈی بیلہ کھورن زاییم
چھس نہٕ موٗلے برہژ راون
خستہٕ کرہن تس چھُکھ روشن
چھس نہٕ موٗلے برہژ راون

---

ے گرہن مت لگن - مصیبت بن -

أستھ دۄنہٕ نِشہِ مو مِشرادے
پۆلُچہِ پٔلے بو تھاوِ ییے
ستس نیٚنِس پیٚٹھ تھٔر تھادے
سُترِ ییے گاش آوُییے
ہارِ تہٕ طوطس گیلہِ زن کادے
ست گور تس تہٕ میجاوُییے
تی دۄن تمہٕ نتہٕ لی میٚہ بوزادے
سُترِ ییے گاش آوُییے
راز اد شرتھ بٔرِ نا چادے
کوٚشلیا یہٕ رامہٕ جوٗ زاوُییے
اسہِ لۆگ نار تمہٕ شِلہِ نادے
سُترِ ییے گاش آوُییے
سونہٕ رۄ تہٕ وگنو ٹرِ دی چادے
دۄ نُدرُگ غم غوصہٕ ڈراوُییے
زگ زانہٕ ییٚم سیٚ شے اِسہ زادے
سُترِ ییے گاش آوُییے
سمسارِ دیزارِ آدی کھادے
داہِ کونہٕ عارٕ زییٚی آوُییے
کیا زِ گوپوٕ بیٚیہ لیس تورادے
سُترِ ییے گاش آوُییے



پیرٕ بتہٕ تلے ژندرمہٕ دژراو
ٔستہٕ یے گاش اُویے

لوٗکٕ بیوٗل آسہٕ دوٗ دوٗیو
اُکھتہٕ ہنٛزٕ بوٗمہٕ[1] بوٗ ویے

تُولہٕ اسہٕ کھاژٕ بڈٕی یوٗد وَدیا وٕ[2]
ٔستہٕ یے گاش اُویے

یارٕ بلہٕ تلہٕ چھے گنڈٕی گنڈٕ ناوے
بڑٕی بڑٕی سوکھ تہٕ ساوٕیے

کژاو کر ڈُورہٕن نیرِی ژٕیہ لاوٕے
ٔستہٕ یے گاش آوٕیے

دیپ چھے پٕژزلان سوتہٕ سوتہٕ واوٕے
ژھتہٕ گٕژھہ زور اکہٕ ہواوے

تَن دِتھ رازٕ گرِ ژدریں ژاوے
ٔستہٕ یے گاش آوٕیے

---

[1] بوٗمہٕ گوٗ زمین۔ [2] کلوکٕ ہُ حصہٕ۔

۵

لاگہٕ یو پوش شیرے

رامہٕ ژٕنڈرٕ چانہٕ دیرے

پانژھ بوٗت چھی ژٕہ[1] مَنے — واتان ژھکھ ہنہ ہنے
منہٕ منز آکھ نہٕ ونے — رامہٕ ژٕنڈرٕ چانہٕ دیرے
اگیان[2] چھم منہٕ منے — کام کرُود لوُب گنے
دیان چھون منہٕ ستے — رامہٕ ژٕنڈرٕ چانہٕ دیرے
تامہٕ رٕوپہٕ رامہٕ جوٗرے — منشہٕ رٕوپہٕ زنم چھوٗرے
لوٗمہٕ بار آکھ کا ہنے — رامہٕ ژٕنڈرٕ چانہٕ دیرے
شاپھ ذیٖت منہٕ برتھاہن — ینٛدرا چاو کرن
پاپہٕ ستی گیہٕ شرن — رامہٕ ژٕنڈرٕ چانہٕ دیرے
تاپھ ذیٖت نہٕ ینٛدرا زس — دلون ہندرس دانٛس
لوٗب گوٗے ژٕنہٕ کامہٕ ویرے — رامہٕ ژٕنڈرٕ چانہٕ دیرے
ییمہٕ لوٗبہٕ ژاکھ مکانس — تمہٕ ساس[3] گے ژٕینہٕ پانس
درتن پننہٕ ویرے — رامہٕ ژٕنڈرٕ چانہٕ ویرے

---

[1] پانژھ بوٗت یانے پانژھ عناصر۔ [2] گیانُک جمع۔

[3] شاپھ ستی گیہٕ ینٛدرا رس جسمس منز ما ہی زیون ہندی اکھ ساس نشانہ ظاہر۔ (ب ن پ)

رٕزِ کِنہٕ ژھکھ آمہٕ پَنہٕ دادے[1]

ییمہٕ نابارٕ بلہٕ ناوٕیے

سنتوشہٕ وبڑارٕ بیٚیہ سٔتھ بادے

ژٕتریے گاش آوٕیے

سِرِیہ رٕوپہٕ مَنہٕ منٛزٕسہٕ میٚہٕ وٕچھادے

ہَنہٕ ہَنہٕ اندر ژھے ژاوٕیے

پرکاش پانٕے کس کیاہ ہٕ باوٕے

ژٕتریے گاش آوٕیے



---

[1] رز چھےٚ موٹ آسان۔ گاسہٕ رزیا بٹیہٕ گنٛج رز۔ پنٕہٕ داو چھےٚ موموٗلی آسان۔ سو چھےٚ ہیکان زہٕ پرسترٕ ژھیٚنتھ۔

# ۵

گیوڈمے رامہ جُوَن کوہ آمے
مرس تےَ دوذی پرس بو رامہ رامے

دِپن بی آسی جانا وار ساآری — گیا یس اُسی پنیۍ کلہ دآری دآری
مہ بر دوکھ کر ژھینڈ تنہ سانہ جامے — مرس تےَ دوذی پرس بو رامہ رامے
کرس تتھ میژ یم چھم دون اُچھن لال — قلم ژھاۍنی چھینہ تم چھم اُچھرِ وال
یہ دوٚن سیتایہ تی لیکھس ہہ نامے — مرس تےَ دوذی پرس بو رامہ رامے
ہچھکھ مبۍ ژٮ مبۍ گامتۍ جٹا ین — دوَن ٹیۍ باکہ پانس ژراکہ لاین
دِپن چھی بُرزہ کھوتن ٹیر وُرلامے — مرس تےَ دوتی یہ پرس بو رامہ رامے
یہ کینۍ ھارنگ تس ستیایہ بیٹھ گوَ — تہ وبر دوَنؐ ونیتھ سورے سُپین شوَ
لوٚبن ناموکھیتہ مژھن دون بیٹھ ذرامے — مرس تےَ دوذی پرس بو رامہ رامے
پکن گےٚ پرتبس ہیٹھۍ واندرَ وڈینٹھو — وچھکھ یِیلہ کوہ ہی واندرہ بیتۍ بیٹھو
تموِ دوٚن کیاہ چھِ یم رذٔیہ ثامےؐ — مرس تےَ دوذی پرس بو رامہ رامے
کمانا ہیتھ نکھس بیٹھ یم چھہِ لارن — یمَن کیاہ رذومتؐ تم کیاہ چھ ژھارن
پیۍ ژھینہ لوٚت پانہ ہلمتؐ لوڈرآمے — مرس تےَ دوذی پرس بو رامہ رامے

---

ؐ بیوٹھ زین کھُنن۔ یتیتھ چھُ مانہ سہ حال باوُن یس ستیایہ ٹنتھ اوس آمتؐ۔
ؐ نیاں چھُ کرنہ یوان ثری رام اوس ثامہ رنگہ تہ لکھمن اوس پرژن توے چھُ
ثایرن وۄنمتؐ زِ تم آسی ثامہ رذٔیہ تہ صبح رذیہ ۔

ساسہؔ[1] نیٚترٕ ییٚلہِ تَس بَنیوٚو    دیلون پیٹھ اچھ ڈُسے نیٚنیوٚو
دیہ گیتھ وُچھو نیٚرے    رامہٕ ژنٛدٕرٕ چانہِ ویرے
نیٚترن ژُجہٕ مہٕ گٹے    ہاوتَم پَنٕنہٕ نہٕ وتے
شاپھ ژوٚلہٕ پاپہٕ ویرے    رامہٕ ژنٛدٕرٕ چانہِ ویرے
برھما چانہِ گَنٛٹُری    زیوُن کرٕنہٕ سیٹھٕری
وٚنیشتہٕ رٕوٗپہٕ کرٕنہٕ ویرے    رامہٕ ژنٛدٕرٕ چانہِ ویرے
شیوٕ رٗوپہٕ کرٕی ستھٕ ضایے[2]    بَجے کار اہلیایے
کھارتھن وٚنیشنہٕ پایے    رامہٕ ژنٛدٕرٕ چانہِ ویرے
دِیٹھم مےٚ درشنے    امر بہٕ درشنے
کاستم زُوٗنہِ گروٗٹے    رامہٕ ژنٛدٕرٕ چانہِ ویرے
انتھ جیون کُس راتے    کیا اوشم مےٚ لانے
لوٗمہٕ بار کاسہٕ دِلے    رامہٕ ژنٛدٕرٕ چانہِ ویرے
بَجے کار گوتم ریشِنس    اہلیایہِ ہنٛدِس اُشِنس
پرکاشہٕ چانہ ویرے
رامہٕ ژنٛدٕرٕ چانہِ ویرے

○

---

۱ یندِرازس ڈیٹھ شِنہٕ ناتھن ورتہٕ اد بینے یہ سارٕنے نشانن اُچھر۔
۲ اہلیا اُس ستھٕیا سوندر نگر برھماہند شاپہٕ سیتی بنے یہ تس کٔنہ تہٕ تسُند شِو رٗوپ گوضایہٕ۔

## ۵

دِمہ لو[1] موٗنہٕ پادن — ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن[2]
وبٕزار ناگٕ ڈ[3] تہٕ لارے — ہُنز[4] کِہ تارِ پرارے[5]
برہمہ تہٕ کنٕز دِتے کن — ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن
اُچھن ہندِ گاشہِ میاتے — خوش یہ وِنہٕ ننٛدٕ بانے
کاکی راوٕم ہیے تن — ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن
کشہِ تیر لوٗیتھم میے — لشہِ چھم نارٕ رٔیہ
انٛشہ پھیرن ہُرم تن — ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن
مہا لشہِ کنٕز یمہٕ یلو — ہَر موکھہ ڈٔنز دِمہ لو
ہمسہٕ وارِ گژھتھ رٔٹے دَن — ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن
تٕرِ رُدہم کتھ شالیے — کرانکہٕ ندِ دٕ کھٕ پہ لالے[5]
گنگہٕ بلہٕ ینٛ چھُہ آدن — ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن
غوصہٕ نوٗکھٕنہ میہ چھُونے — دَیِن ییلہِ بانہٕ نزدنے
چارٕ نو لاٗنز وعدن — ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن

---

۱ دِندِ لو موٗنہٕ ۔ اصلی نسخہ ۔ ۲ یتھ لیلایہ منز چھُہ ہَر موکھہ گنگا یہ ہنزِ یاترایہ منز پینہٕ واجینٛ یارنی جاین ہنٛد ذکر یوان دِتھ بیتھہٕ سنز زبانی کرناونہٕ ۔
۳ وبٕزار ناگ چھُہ نوشہرس تہٕ صورس منز باگ تھانس نزدیک ۔
۴ ہُنز چھُہ گاندربلس نزدیک ۔
۵ اِکہ کوٗلہ ہنٛد ناو ۔

پرژھنہٕ لگ پانہٕ واژ باوکھ ہینز رنگ
ہنوٗمانس ژوٗپُن مینے تیٚنچھ لژ آے
ہنوٗمانن وُوٗلنس سوٗرے سہٕ کارن
توے تس منکہٕ ریشہ شُد گرگیاے
اُڈنن شُگر لیو پادن تل پرن پیوس
ژوٗلُس تمہٕ چھون درشُن مے نچاے
دوٗندُب[1] سوٗر دیت بیلہٕ تمہٕ والین مور
وُوٗتھس وآلی سہٕ ژھیچھ دِژتھ[2] گوبھ ژاے
وہری گو بھ لشہٕ زنک دری یاو ہیوٗدن
ترشیمہٕ وہرے سہٕ وآلی تور ڈراے
کوٗژن تیٚز گرژُد بائس پیٹھ اَستھ اوس
دِتن زوکمہٕ اَستے کرژُد کاے
دینونس کیاز موٗرکھ تیتھ بلا ویر
یہٕ ناروٗنتھ مینہٕ مادِن ویرپاے
ژوٗلُس تمہٕ تور ژینے انصاف چھُے نا

سمپنہٕ لگ نکھہٕ یہٕ ہتر آدکھ ہینز ترنگ
مرس تے ووذی پرس بوٗرامہٕ راے
سہٕ وآلی کیاز شگر لوس چھُہ مارن
مرس تے ووذ پرس بوٗرامہٕ راے
دُچھُن درشن سیٹھاہ من سادِ داں گوس
مرس تے ووذ پرس بوٗرامہٕ راے
مناسوٗر راکھشن کیہنہ کیاہ کوٗژن زور
مرس تے ووذ پرس بوٗرامہٕ راے
گلُس تمہٕ کس سہٕ پربت ٹھانہٕ سموٗدن
مرس تے ووذ پرس بوٗرامہٕ راے
اَستہٕ کنز زوٗر تس تارایہٕ ہیتھ گوٗس
مرس تے ووذ پرس بوٗرامہٕ راے
میٚنہٕ کیا کوٗر ژینے دِژتھم ژدرِ تیتھ تیر
مرس تے ووذ پرس بوٗرامہٕ راے
نیتھ گرہ بائی کاکنز پاپھ کُتھی تا

مینہٕ کر کوٗر ژینے یہٕ کیہنہ انصاف آے
مرس تے ووذ پرس بوٗرامہٕ راے

٥

---

[1] دوٗندُب اوس تس راکھشس ناو۔ [2] ژھیچھ ہیتھ۔ اصلی نسخہ۔

## ۵

اَچھو لوٗگ رتھ ہرآئے
رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآئے[۱]

شیرِ پیٹھہٕ تاج ترووٗن       برتھ راز منگہٕ لوٗوٗن
تَتہٕ جامہٕ ہِشر رووٗن       رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآئے

تناپھس کینژہٕ تہٕ یلاج       بَر تھو شیرِ ڈلوٗ تاج
مول مرِتھ مآج کرٕیا راج       رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآئے

شور گو آسمانس       زِلہٕ زِلہٕ گو جہانس
راز کھوت پیٹھ وِمانس       رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآئے

شمیتھ آو سور کردنے       کوٗت گو راز شونے
چارٕ نو کنیژہٕ تہٕ زونے       رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآئے

شمیتھ آوے قبیلے       ونے ہس زار ویلے[۲]
کالس کینژہٕ تہٕ ہیلے       رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآئے

ژسیتھ آو سور عالم       کیکیہ پیٹھ کور ہے زم
کالس کیاہ تمیک غم       رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآئے

---

۱ یہ وژن چھہ برتھ جی نِس ڈنڈک ون گژھنس متلق۔

۲ یانے وِلہٕ زار ونہٕ ہس۔

ژٕ زے گو کھو میٚہ نِشہٕ دوٗر — تێلہٕ یکھاہ ییلہٕ گژھم سوٗر
وٕزِے پوٗنۍ ناگہٕ رادن — ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن
ناو تنٔ ترٛاو کینے — باو سرٕ دوٚد میٚہ سنیٚے
ہاو موکھ تھاو لادن — ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن
برنہٕ بلہٕ یتھ نہٕ راوےٚ[1] — رامہٕ رامہٕ کرٕکھ پہ ترٛاوے
آلو دِیزٕ نادٕن — ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن
نُبترن منٛز رٹے پاد — بُتھ شیرٕ کنٛز دِیے ناد
مرے دِنہٕ چھے ژیٚنے آدن — ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن
ناران ناگہٕ پٔرارے — وانگتہٕ جایہٕ ژھارے[2]
پرارے ستہ سادن — ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن
سیری یُس چھُہ گاش چوٗنے — سُے چھُہ پرٕکاش چوٗنے
سُے چھے یوٗگہٕ سادن
ژھانڈٕ تھو رامہٕ رادن

---

[1] برنہ بلِ چھُہ حیات پوٗر راژوڈِر، اُکسِ زمینہ کھیٚس نہٕ ناو۔ یہٕ صوفی اصطلاح منٛز چھُہ لفظِ مقامہٕ ژٕنگرٕ نہٕ پراکاشن استعمال کوٚرمت۔

[2] وانگت چھُہ گاندربلہٕ بروٚنٹھہٕ کُن اکھ گام۔

وچھِن بےہوش ہشِ تَن    سینہٕ مِرٕ خاک ہَن ہَن
مُتھِن یَم پاد نیٖڑن    رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآنے
دوٗلِس ژٕمۍ رامہٕ جَوَن    بٔرِتھہٕ چھکھ کیازِ یِروَن
کوٗنۍ چھکھ بورِ لوَن    رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآنے
یَبَن ماجہ کوٗر میہٕ سمَواد    دٕ چھم کیٛاہ چھم یہِ روداد
ییٛنہِ لور چھم نہ کینہہٕ یاد    رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآنے
یَبَس پیٹھہ نالہ ژٕوُن    دآدی لدمنہٕ چھوٗن
بآیِس حال بوٗن    رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآنے
بَرتھَن حال وٕنِس    وَستھ ییٛوٗ ذاف اوٗن لَس
دوٗپن کمۍ کوٗرس ییکس    رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآنے
کیٛتھوٗ پٔرِھہ اوس سُے ساتھ    بَنہٕ کرٕ آسہ دوہس راتھ
بٔہ ماہیوٗسس ژٕتَس ذاتھ    رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآنے
دوکھ تہٕ دآدی سخت ژٔآلِن    دھرٕکۍ وعدٕ پالِن
دوہ ییلہِ نکھہٕ وآلِن    رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآنے
دوٕنہٕ دود واریاہ گوس    بَرتھس کُنٕ وَنان اوس
مندِہِن اَنہ گوٗنٹ گوس    رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآنے
کسوٗ ہٕنیکہِ ویادِ کآیستھ    یہِ اوسُم سُہ زنہٕ آسِتھ
بُہ نو دوٕنی تور ہیکہٕ ییتھ    رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآنے
ودِہِ نہ لوٗگ بب ژٕتَس بٕنوس    تُتھے ییتھ تٔرسِتے موس
نیٖمٕن ژٕہہ دتھ بُرن لوس    رامہٕ رامہٕ لوٗگ پرآنے

کیکئی لجٕ دٕدآنے　　ژُھس لجٕ رب لدٲنے

مُرتھ گو کیاہ میہٕ بنے　　رامہٕ رامہٕ لۆگ پرآنے

سۆ میٹرٕ لجٕ رِدآنے　　زورٕ لجٕ تالہِ دِنے

بوٗد پھیرِلی سپآنے　　رامہٕ رامہٕ لۆگ پرآنے

کوشَلیا آیہٕ نالن　　سۆنمبلِ کٔرِن دوٗن گلالُن

دۆیُن تن نارٕ زالن　　رامہٕ رامہٕ لۆگ پرآنے

کوشَلیا یہٕ دوپ تمن دوٗن　　ہیۆرکھوٗت کیہٕ وۆتھم بوٗن

سومیترا یہِ دۆپ ژُھرِن سوٗن　　رامہٕ رامہٕ لۆگ پرآنے

مارنہِ لوکھ لگہٕ پان　　کیکیہ پیٹھ کٔرِکھ ہان

کاُلس کیاہ چھُ اَدمان　　رامہٕ رامہٕ لۆگ پرآنے

شترُگنُ چاکھ دِتھ دَراو[ل]　　لوزٕ نہٕ کینہہ نہٕ تس آو

دوٗیُن بیۆو معصُومن داو　　رامہٕ رامہٕ لۆگ پرآنے

برتھ راز دراو لازن　　اُچھو کنہِ خوٗن ہارن

ڈُنڈک ون ووت ژھارن　　رامہٕ رامہٕ لۆگ پرآنے

وُچھِن ییلہِ سِریہٕ رُوِیس　　گرزھنہٕ ستہٕ گوٗٹ گوٗمُت تس

کوٗٹھس تان ووتمُت مسٔ　　رامہٕ رامہٕ لۆگ پرآنے

وُچھِن ییلہِ مُلتیہ خانے　　اوش ہران داہنہٕ دانے

پیۆمُت زن آسمانہ　　رامہٕ رامہٕ لۆگ پرآنے

برتھن ییلہِ سہٕ حال ڈلونٹھ　　وُسنہہِ بیوتام بیتھر بیۆٹھ

دوٗیُن پادن دِس میوٗٹھ　　رامہٕ رامہٕ لۆگ پرآنے

---

ل رامایَنُک اکھ کردار۔

## ۵

کُرکھ زگہِ ہنز رچھا کاٗری     رامہٕ لچھمن اَوتاٗری آے
اَگہِ دبرٕارس زگہِ ہنڈی ساٗری     زگہِ ہنڈی پیٹھہِ تیم زنمس آے
زگہِ نشے گو راکشس ساٗری     رامہٕ لچھمن اَوتاٗری آے
سوٗرکھ گووبند گووردھن داٗری     پڑاہٕ زُوٗپہ دوران برنہٕ آکھ[۱]
تتھ منز وُچھکھ مادو مُراٗری     رامہٕ لچھمن اَوتاٗری آے
زنکھ رازٕ ہاے دن ہاٗدی     دشرتھہِ رازس گاش کیاہ آو
یسٹ دپہٕ پوٗرن برھمن ساٗری     رامہٕ لچھمن اَوتاٗری آے
کرِتھ رازس کیکی زاٗری     دوٗنہٕ لس راج برتھس تھاو
بُرز جامہِ ڈلتھہِ کرِتھ نیاٗری     رامہٕ لچھمن اَوتاٗری آے
رُوٗپہٕ ستی چھکھ رُوٗپہ کماٗری     تسکٕتھ[۲] ستہ مکیہ رُوٗپ پکھیتن ہاو
منس کُن یمو کن داٗری     رامہٕ لچھمن اَوتاٗری آے
دوٗپہ[۳] واس کرِی کرِی لو[۴] ونہ تاری[۵]     ساری دوپہ دلشک تھوڈک ناو
تہٕ دہن وری ین ورتھہ تمو داٗری     رامہٕ لچھمن اَوتاٗری آے
ترادوٗ پالو نیتھ اَہنکاٗری     اَہنکارس ناش پیوو ناو
نیتہٕ یھل کرِ ساٗری تم اہنکاٗری     رامہٕ لچھمن اَوتاٗری آے
تسبچھہ پوٗچ ریہہ کمایہ داٗری     گن موگرٕتھ اوگُن سندراو
گوور بتین پد کمو داٗری     رامہٕ لچھمن اَوتاٗری آے

---

۱ اُچھہ کن نَس اُس بنز۔ ۲ تسکھتی ستہ۔ ۳ ناتہ کشی ۔ ۴ بنے پہ ۔
۵ ونن منز ہیبرن واٗی۔

میہ نو وونی کا ٹھہ کٹرم ہان — پہ کس کھالہ تمہ پین یان
کوتو ترو لہم ترہ بھگوان — رامہ رامہ لوگ پرآنے
کوتو ترولہم میہ ترآوِ تھ — کسو ہیکہ حال باوِتھ
انی کس منہ ناوِ تھ — رامہ رامہ لوگ پرآنے
سیری لبس لوگمہ گرد ہنے — میہ نو زامتھ مول زونے
وچھتھ ینیہ حال سونے — رامہ رامہ لوگ پرآنے
برتھو گرتھ نگر کن — کوتسلیا لوری سوزن
میہ نو وونی تور چھے ین — رامہ رامہ لوگ پرآنے
گٹہ بیلہ سور سپول گاش — سیری ین ترو پر کاش
برتھس سور پینچ آش
رامہ رامہ لوگ پرآنے

○

وسِشٹ تہٕ برٕھما دید پران ڈرایے | برٕھما وٕنیٕن تہٕ ایٚشر ڈرا و
نمسکار بوٚونے کرمہٕ لیکھا یے | شامہٕ رُوٗپہٕ رامہٕ گرٕھ بیتا یے
پیٹھر رانہٕ درلمے راہٕ برق انداژی | چاو بران کیکی وٕنہٕ وان ڈرایے
برتھ جی شترگن ڈیچھنے ڈرایے | شامہٕ رُوٗپہٕ رامہٕ گرٕھ بیتا یے
ساوِدان من گوس شادی کرٲنی | منہٕ کنٕز لولہٕ ستہٕ سومترا یے
ناگی مالہٕ ژھنس کوشلیا یے | شامہٕ رُوٗپہٕ رامہٕ گرٕھ بیتا یے
ہنگلا تہٕ منگلا بٕڈرٕ کل آیے | باوِکہٕ سٕر مٕنز ہیچھ پمپوش
ییٚتر ستہٕ رامس لاگنہٕ آیے | شامہٕ رُوٗپہٕ رامہٕ گرٕھ بیتا یے
پیٚتشر منیشر ستہٕ تس ڈرایے | شٕرنہٕ وٕنی لولہٕ ییٚنہٕ ستہٕ ہنہٕ درایے
نمسکار لوٚونے وٕنیشتہٕ بابا یے | شامہٕ رُوٗپہٕ رامہٕ گرٕھ بیتا یے
دیوِیہٕ وگنہٕ پیتہٕ برونٹھ ڈرایے | برونٹھ برونٹھ وگنہٕ چھہٕ سوزکران
پیتہٕ پیتہٕ دیوِیہٕ وٕنہٕ دان ڈرایے | شامہٕ رُوٗپہٕ رامہٕ گرٕھ بیتا یے
کم کم پمپوش نلہٕ ناگہٕ ڈرایے[1] | ییٚنٕژھ ستہٕ لاگے ہاتٕری رامس
منہٕ کنٕز ییٚنٕژھ ستہٕ لاگنہٕ ڈرایے | شامہٕ رُوٗپہٕ رامہٕ گرٕھ بیتا یے
پرکاش چوٗنے چھے پرٕتھ جایے | گرٕٹ ژٕھ اسہٕ چانہٕ درشنہٕ ستہٕ

دیوی تہٕ دیوتا شرنی آیے
شامہٕ رُوٗپہٕ رامہٕ گرٕھ بیتا یے۔

۰

---

[1] نیلہٕ ناگ چھُ سرینگر پیٹھٕ لگ بگ ۵ ۸ کلومیٹر دوٗر ژودٕ ڈٕ تحصیلس منز واقع۔

(۵)

وَنہٕ وَنہٕ منٛز رٕژٕ واسنا د راسے۔
شامہٕ رٕوٗپہٕ رامہٕ گرٛژِھ بیتا یے

ادم شبدٕ ستن شوٗکلم کرٛتھ — وَنہٕ وُن ہیوتنَے ماجہ لوآنے
لولہٕ ستر سرسوٗتی بینیہ وٕنزاسے — شامہٕ رٕوٗپہٕ رامہٕ گرٛژِھ بیتا یے
وٕنزیا سوٗنبرِتھ دِیہٕ آیے — پنٛہگلا تہٕ منگلا شارد ا ہتھ
شوبہٕ پھل دیتیَے ماجہ راگینا یے — شامہٕ رٕوٗپہٕ رامہٕ گرٛژِھ بیتا یے
چھاوتھ ہیہِ پوش ماجہ شوا یے — وٕ ترسہِ وٕ مایہ کوٗزنَے باوٕ[۱]
سامانہٕ گونٛڈنَے ماجہ شارد یے[۲] — شامہٕ رٕوٗپہٕ رامہٕ گرٛژِھ بیتا یے
ٹکھتسی ستر ستر ڈٕپہٕ لوانے — سوٗنہٕ مالہِ موختہٕ مالہٕ ژھنِس نآلی
وآلی ژالہٕ گنٛجنس ماجہ کالکا یے — شامہٕ رٕوٗپہٕ رامہٕ گرٛژِھ بیتا یے
تیتلا تہٕ توتلا رامہٕ مایے — ڈیکس پٹھ ژندرمہٕ ژرزلان چھیس
سوٗنہٕ جامہٕ گنٛڈنے کوشلیا یے — شامہٕ رٕوٗپہٕ رامہٕ گرٛژِھ بیتا یے
گاتری تہٕ ساوِتری ژرسندیا یے — زلن گامہٕ نارٕ منٛز زٕٹنے جا یے[۳]
پوٗنہٕ سندلوٗدرٕ سند برگہٕ تکھا یے — شامہٕ رٕوٗپہٕ رامہٕ گرٛژِھ بیتا یے

---

[۱] وٕ ترس چھُ اننت ناگس منٛز اکھ گام۔ [۲] شارِ کا مندریا شارکا دیوی۔
[۳] کوکرناگہ پٹھ ہیوٗرکُن ۷ کلومیٹر دوٗر اکھ گامُک ناو۔

ترِ سند اوّدرٕ سند لوٗبہٕ سند سُتی ریے
دشٹ مہار لوٗش چھُے سندِ ان ییتی ریے
چھُے رازٕ دِچھان برونٹھ ٹے ییتی ریے
اُگنس کنُ تٕہی اتھہٕ دار ییتی ریے
برھما وید پران برونٹھ تہٕ ییتی ریے
رامہٕ جوُ دَرِ تہٕ آو سیتا یہِ ییتی ریے
کرِشنہٕ جوُن اوتار دورُن ییتی ریے
ننہٕ گوٗربُن گرٕ آمُت چھ ییتی ریے
رازٕ سوٗن بوٗزورن ترِپرٕ سندٕ ریےَ
لُکھمن جوُورِ تہٕ آو یدٕ ہا دَی ریے
وِنِشوامیترن میُل کرِتھ دیتا ریے
برتھ راز ورنے آو بھگوٗتی ریے
دشرتھ تِنہٕ کولہٕ بر دارٕ دارٕ ہی
شترگُن ورِتہٕ آو یدٕ ہا دَی ریے
ترکوٹی دیوتا ستہٕ ستہٕ سُتی ریے
ترکارن ترٕ بوٗن ستہٕ ستی ہتی ریے
دیوی چھُے کران پوشن پھوٗتی ریے
شیرس پوش لاگے وزِ دیلی چھِتی ریے
دیوتا اُندی اُندی وِچھان چھی لُتی ریے
لایہِ باٗے لایہِ چھکھ دِرٕ برونٹھ ٹی ریے

آگیان ترآوِ بحھ. بیوٗن بیوٗن ناو
ستی ریے ووتے ولہواہ کال
رو یہٕ لوایہٕ رُٹ واسہٕ کرِ جاے
سُتی ریے ووتے ولہواہ کال
سَنز کرِ نہٕ آیی بُدرٕ کاٗلی
سُتی ریے ووتے ولہواہ کال
رادایہٕ درٕ یے منز دَوارِ کا
سُتی ریے ووتے ولہواہ کال
سِیتلا نہٕ توتلا رکھیا کار
سُتی ریے ووتے ولہواہ کال
راز دشرتھ گرٕ ہے آو
سُتی ریے ووتے ولہواہ کال
ششرتے ساباہٕ چھیے کران
سُتی ریے ووتے ولہواہ کال
لاٗسِ چاٗسِ جے جے کار
ستی ریے ووتے ولہواہ کال
رازٕ کُمار کرِ پوشہٕ پوٗزا
سُتی ریے ووتے ولہواہ کال
لایہِ باٗے گنگہٕ دلسہ منگہٕ تا وکھ.
سُتی ریے ووتے ولہواہ کال

---

ٖ سہ رہاہری اکو لکٹ زنٹھ.

٥

شیرس لاگے پوش پوٗ ہتی یے — سُتی یے ووتے دلواہ کال
شۆ کلم گرنتھ اوم شبدٕ سُتی یے — وید شاستر دراپہ پڈ پتی گون
دوہہ بادر نکھ مہا گینہ پتی یے — سُتی یے ووتے دلواہ کال
وینزیا ستر چھے بینیہ سرسوتیے — ونہ وینہ منز شوبہ واسنا ڈرایے
شۆہ ناتھ ورنے آو پاپہ وُدی یے — سُتی یے ووتے دلواہ کال
جمنا شارہ داچھے ستی سُتی یے — نمہ نا پادن گنڈ ہلے سون
بیتشور ورنہ آو راگتیایہ بیتی یے — سُتی یے ووتے دلواہ کال
ہنگلا منگلا بدرہ کل آیے — برہما کران اوس دار پوزا
ڈرس ارگہ پوش لاگ ہنگہ سُتی یے — سُتی یے ووتے دلواہ کال
زالا لمبودر بینیہ گینہ پتی یے — گرڈ ہتے پانپری کونگ پوشہ ڈوری
بالہ ہامہ[۱] بالکایہ دنہ وُن ہیوتیے — سُتی یے ووتے دلواہ کال
اُکن گامہ[۲] شوا یہ ونہ ون ہیوتیے — دوترسہ دہ بایہ گرنے جایے
لولہ حیانہ زنکھنہ گرچھی بیتریے[۳] — سُتی یے ووتے دلواہ کال
سومبریتھ دیوی دیوتا بیتریے — برہما تہ برہمن وید پران
اُگنن ڈزھکھے راس سُتی یے — سُتی یے ووتے دلواہ کال

---

۱ زلونس (کھرد) لشیہ اکہ گامک ناو۔ ۲ اُکن گوم۔ اننت ناگس منز اکہ گامک ناو۔
۳ یم ساری دیوی دیوتا چھ حیانہ لولہ ستر ڈکس بیتر زنکھ راتھ نہ گرہ۔

○

ژیٖتوہہر ہہر لۄگ سوٚرنے[1] اسار زآنٛ زٕہن برٛم سمسار

مٕہہ زٔرِ منس کیاہ سنے بیگانہ گوٚنزرِتھ پٔننے پار

امرٕتھ ترآوِتھ ویٖہہ لۄگ شہ کھٔینے اسار زآنٛ زٕہن برٛم سمسار

کمن وبستارن لۄگ کھسنے لیش کیاہ گنٛزرِتھ یِم چھیم دِیار

بٔییہ یِم شژرٕ بآژ چھیم برونٛٹھ کنے اسار زآنٛ زٕہن برٛم سمسار

کایا دہہ اکہِ لِگیو پٔینے ژیٖہ کوٚنہٕ منس کوٚرِتھ ویژار

اَستہٕ اَستہٕ دارس لوگُکھ کھسنے اسار زآنٛ زٕہن برٛم سمسار

زآنٛتھ نہٕ بابا پانے ننے ہا اَنہٕ کوٚنہٕ گوکھ خبردار

آکھ تہٕ نٔنے گژھکھ نیٖتھٕ لونے اسار زآنٛ زٕہن برٛم سمسار

سَمٕہس وآتِتھ پکھ تٕہ ڈٔنے افسوس کھیکھ اِدٕ تیٖلہِ کیاہ تآر

سوٚنتھ شوٗرِتھ تہٕ ہردٕ آکھ ہٹنے اسار زآنٛ زٕہن برٛم سمسار

دَیہٕ دَیہٕ سوران یِم مشٕر منے موکھ ترآوِتھ لۄڈھِتھ ہردیک سار[2]

ہردکہِ کوچہ پھیر باہَنہٕ ہَنے اسار زآنٛ زٕہن برٛم سمسار

شَمتہٕ پانے آسے وَنے گاش ڈیشِتھ ژلہِ اند کار

گہٕڑ دور گژِھتھ پرکاش ننے اسار زآنٛ زٕہن برٛم سمسار

○

---

[1] سوٚرنے چھُ زلۄکن اشارہ۔

[2] ظآہری سرنہٕ کھوتہٕ چھُ بآطنی سرُن مقصوٗد۔

ٹکھشی تہ ہاڑی آیہ پڑ ٹنڑ ییے — اشٹا دلشہ لوز سال کران
ژکڑی شور وڑنے آیہ بھگوڑ تییے — شٹڑ ییے وڈتے ولواہ کال
ڈکھنا یہ پیلہ ویلہ ووتے شٹڑ ییے — وشیٹ مہاڑ لویش تھال ہیتھ دراو
پکھہ دار برہنوٗنیہ موہر پھوڑ تییے — شٹڑ ییے وڈتے ولواہ کال
منٹزی یور موہر منگینہ آوڈے تتڑ ییے — ڈکھنادِ نہ وزِ کوڑگھ یاد
نندِ گوڑ دودہیتھ آسے ٹیتڑ ییے — شٹڑ ییے وڈتے ولواہ کال
پرکاشہ چانے گیٹہ گجڑ ٹیتڑ ییے — شڑی راہہ اسہ دوذ درشٹ ہاد

اندِ کارو ونڈ لشہ کاس بھگوڑ تییے
شٹڑ ییے وڈتے ولواہ کال

○

موختہٕ مالہٕ ٹکھٹی شیر چھی آسن     سارنی آبرن[ف] باسانی
پیرٕ بزٕ لوہٕ اسہ کوٚنہٕ اینہٕ گوٹ کاسن     کامَن چھم چانہٕ درشنہٕ چی
لوٚتا کیکی گرٕ گرٕ باسن     دوٚنہٕ دود چھم لٔو کاینانی
شیوٚ جی چھے نارٕ یہ ستی ستی آسن     کامَن چھم چانہٕ درشنہٕ چی
زٔنمس دَسترتھ کشیپھ اوس آسن     کوشلیا چھ ادتی آسانی
سیتا یہ ورٕ نہٕ آگھ تس نہٕ اوس باسَن     کامَن چھم چانہٕ درشنہٕ چی
رامہٕ ناو سارے ووند دآدی کاسَن     گیٚڑ منٛزٕ باگ گاش باسانی
سمسار سورُے بٔرم چھے آسن     کامَن چھم چانہٕ درشنہٕ چی
دِلہٕ زار ونان شیر ترٛاوِ پادن     آدَنہٕ اَسہ زاکھ جان سنتان
پادن من وندے لگیو نادن     کامَن چھم چانہٕ درشنہٕ چی
رٔژ رٔژ کامہ چانہٕ کرِ دِنہٕ آسَن     منٛزٕ باگ ووندس ژٔہی باسانی

پیٚژ کاش پر بیچھ جایہ ژٔہی ٹیکھ آسن
کامَن چھم چانہٕ درشنہٕ چی



---

[ف] زیورہ۔



شامہٕ رٔژیہ ژٔندرہ لاگِتھ پامن — کامَن چھِم چانہٕ درشنہٕ پچی

دور ہرِ دوٚہ ذٕیہ چھِس تہٕ ژالن — للہٕ ونُ تھوٗتھم زلہٕ ونُ ناز

ژھاہِ نہٕ درایہ سٕے شہرن تہٕ گامن — کامَن چھِم چانہٕ درشنہٕ پچی

کرانہٕ بو درالیس برہمہ توتہٕ ژھارن — مایا پہ پیٔرِھ گیس کوٚوٗ بد نام

پامن لاگِتھ تہٕ لگیوٚ نامن — کامَن چھِم چانہٕ درشنہٕ پچی

پانہٕ چھےٚ رامہٕ جوٗ ایشر آسن — لکچمن شنکھ ژٔکرہٕ باسانی

شُترگن بر تھ جی گدادر آسن — کامَن چھِم چانہٕ درشنہٕ پچی

تسندی تیز سورا گتیان گالن — مہہ مایہ اگنیانہٕ دوٗریس گو

سنتان اسہٕ ژاکھ تہٕ سر چھکہ پادن — کامَن چھِم چانہٕ درشنہٕ پچی

رامہٕ ژٔندرہٕ لگیوٚ سہسر نامن — ژٔینے روٗس زانہٕ چھِم نہٕ موکلن پایے

ٹیٹرھہٕ سیت دِمیوٚ دوٚہ ژٔینے دامن — کامَن چھِم چانہٕ درشنہٕ پچی

راوِنہٕ ہنز دیر زنم آکھ دارن — لوٗمہٕ بار کاسہٕ آمتٕ ژٕی

ٹکھتمی چھہٕ سیتا لکچمن چھُ واہن — کامَن چھِم چانہٕ درشنہٕ پچی

ڈیپہ ناو ٹوٹھ چھےٚ سیدرن تہٕ سادن — رامہٕ جو دوٚنی خوش آسنم ژٕی

روز تم سہا چھِم سے مہر داسن — کامَن چھِم چانہ درشنہٕ پچی

---

نٮ۪ندٕر لٲجِتھ بوڑ اَوتاری — کلہٕ یو گٔگی گَرتھن گَرِناٮ۪ی
درشُن کَرنہ ییٚن دیوتا ساری — رامہٕ ژنٛدٕر لگے پارٕی پاریے
گارِ گیرٕ دٲرِتھ ژرا زٲری — سوُرے سایٚنیٚہ سمھارِیٚے
موکہ لاوِ ھکھ ٮ۪م نہٕ نرکیٚنہ ناری — رامہٕ ژنٛدٕر لگے پارٕی پاریے
دِمہٕ ہیٚے لولہٕ پھل کھیٚنٛز زٲری ژادی — گنٛڈٕ ہتے جامہٕ زر کاریے
وَندٕ ہیٚے زُو کاستم لا چاری — رامہٕ ژنٛدٕر لگے پارٕی پاریے
مَنہِ گال راکھشیٚن تہٕ ژلہ دیوٕ خاری — سیٚنہٕ زولیتھ اَمہِ لولہٕ ناریے
پیٚرکاشہٕ کاشہٕ ان ژھٕ وا پاری
رامہٕ ژنٛدٕر لگے پارٕی پاریے



لہ کلکی اَوتار

## ۵

مٔتزِتھ مول موج نُشرِتھ زیٖہ سارۍ[1]
رامہٕ ژٕندٕرٕ لگے پاأرۍ پاأرِ یے

مٔتزِھ رُوٗپہٕ ییٖلہٕ آکھ کرِمہٕ اَوتاأرۍ — اَمرٕ ہیتھ زَل سٕیُن جاأرِ یے
ہُترات کھاأرۍ ہٕتھن وارٕ اَوتاأرۍ — رامہٕ ژٕندٕرٕ لگے پاأرۍ پاأرِ یے
ہَرنیہ کشیپہٕ اوس لوٗڈ اہنکاأرۍ — پرٕہلاد کَرنہٕ لوٗگ زاأرِ یے
نرِسیٖہم دوٗرِتھ زیٖہ نِراکاأرۍ — رامہٕ ژٕندٕرٕ لگے پاأرۍ پاأرِ یے
بلِہ[2] دانوس آکھ وامَنہٕ اوتاأرِی — بُنہٕ راأژٕنٕل گوسہٕ خاأرِ یے
ووٕتھ ہیت چاأنِ ژٕہ وا پاأرۍ — رامہٕ ژٕندٕرٕ لگے پاأرۍ پاأرِ یے
بارگو رام ییٖلہٕ آکھ اَوتاأرۍ — خالی ہیٚنز تیِر ناأرِ یے
ژٕمر تیٖر سِتر کیتِ کھتریٖیے[3] ماأرۍ — رامہٕ ژٕندٕرٕ لگے پاأرۍ پاأرِ یے
ژٕۍ ژھکھ[4] ژٕ تُربوٗنہ زلزاأرۍ — ژٕۍ ژھکھ آسہٕ دن ساأرِ یے
ژٕۍ آکھ کامہٕ دِلو رامہٕ اوتاأرۍ — رامہٕ ژٕندٕرٕ لگے پاأرۍ پاأرِ یے
کرِشنہٕ رُوٗپہٕ ییٖلہٕ آکھ یرِ دوٗیکاأرِ — گوٗ کلکی موٚکھتہٕ گٔیہٕ ساأرِ یے
کمسنا سور ہیُن سمہاأرِ — رامہٕ ژٕندٕرٕ لگے پاأرۍ پاأرِ یے

---

۱ ییٖہنز لیلایہ مٔتزچھ نارایٕنٕ سٕندٮ۪ن اوتارن ہٕندٕ ذِکر کرنہٕ آمٕتۍ ۔
۲ ظہور ۳ زور نرِدول نارایٚن ۔
۴ بھیرُن جاندار تہٕ نہٕ بھیرُن کٔل کوٗٹھ تہٕ دُنیاہ ۔

